(31)

مَنہِ خاک تنہِ أطلاس وَل زٕیو و
مَن ووٹہِ ییہِ یو اَدٕ پانےَ
پرٛتھ کأنسہِ باوٕ مَنہِ سان کر سیوٕ و
لَبہٕ کھو مَنہِ گوپھِ جانانےَ

(32)

ہا مَنہٕ رَٹھ رز ژٕنیرٕلتایے
مایے سورُن سُے آدَن یار
زاگ لاگ مو کر کانٛہہ پَل ضایے
سایے تھٕوِی یُس چھُ پانہٕ موختار

(33)

کیٛنٛہہ نو یَس نِش تَس سورُے چھُے
سُے لورُے چھُے تَت سنگس
دوٕیَو کھورَو ہیٚوٕن مورُے چھُے
نیٛنٛدٕر نَنگس چھے پیٹھ پرٛنگس

(28)

کوٹبلتایہِ ہُنٛد مَل مےٚ زاُلِتھ
موٗل مےٚ کھارُم زۄ زَرَے
شوٗد ہۄ دَرے میٛون وُچھِتھ تنٛبلکھ
ہےٚتھ بنٛکھ سوٗداگرَ ے

(29)

رُموٗ رُمو اوٚم پوٚرُم
پۄزلِتھ تھۄ مَن سَپدُم شاد
اِنٛدریٖ ژۄٗرَن رُمۍ گنٛڈ کوٚرُم
مارُکھ پانَے کرُم آزاد

(30)

سُمرَنے منٛز چانہِ روزَے
گرُٛتھ لین ماٗرِتھ وِشے
دورِ لاُرِتھ یِکھ ژۄ پانَے
وُچھکھ پانَس میٚے نِشے

(37)

پڑتھ کھبۂ آگُر ژِ آسان گڑزان
دَزان ہاوان نار سَنْسار
اَنْتھ روٚس وَنان چھِی یِیتہِ بوٚزوان
پڑزِوان روز پوٚز لولہِ دَربار

(38)

لول چھُے سَتھ ژتھ لولےِ اَمرتھ
پڑتھ کُنہِ گرشُتھک چھُے لول سار
لولہِ روٚس گیئاَنی تہِ گرھان بھرٗمیت
لولُک سَگ چھُے اَشہِ چی دار

(39)

سپوٲیہِ شُرناگُتی چھُے میلان
گُڑھی تھےِ شَرن سُے کرٛپا کران
کرٛپا مایایہِ پَردے ٹُلان
سَروگیہ گوَ لوٚک چھُے میلان

(34)

لولہٕ نظرے چانہٕ نرٕلیف گرٕنَس
شاپھ پاپ عاأب غاأب گیہٕ پانےَ
سایَس روٗزِتھ برٛونٛہہ پکناوِتھَس
ساس سِرِ یہٕ نوٚن درٛاکھ تیز وانےَ

(35)

گنہٕ وِے بوٗزِتھ منہٕ منٛز سۄنٛزراو
گنٛزراو لول یتھ نہٕ پیٚٹھی کانٛہہ چھے
ژِہہٕ پتہٕ ژِہہِ پاپہٕ پَروَے تۄنٛز راو
بنٛزراو پرمہٕ ہنٛسن ہُنٛد سۄے

(36)

سَتھ گورو بَس چھَم چاأنی آشا
باشا کرٕونٛی نیٚشبوٗد چھَس
پیٚمژ زَن چھَس پرٛانہٕ روٚس لاشا
گاشا اَنُم دَس بَستہٕ بےٕ چھَس

(43)

اَبھیٔاسہٖ یَکنٔ مَنسٖے مَنٔز گورُم
مأرِم مَنہٖ چِی اِنٛدرِیٛے آش
تیِلہٖ دار زَن مَن اَکھنٛڈ لوگُم
پرٛووُم گورٕ رِپہٕ پَرمہٖ پرٛکاش

(44)

آشا ترٛیِشنا سأرے ترٛأوِم
پرٛووُم مَنہٖ اِنٛدرِیٛے ووپہٕ واس
سَتھ گورٕ ژرٛنَن تَل پان ترٛووُم
نوٚن درٛاو پانَے بھاسکر ساس

(45)

بھَے ترٛأوِتھ اَنتہٖ مَن شانٛت گوم
برٛانٛت گیہٖ غأب تےَ ژٕجمِو کھَے
نےَ وُز پانَے چھَے وَنان اوٚم اوٚم
چومو پَرمہٖ دھامُک لولہٕ مےَ

(40)

اؤدھو اوسے لولہٕ رۄس گیٛانہٕ وان
گۄکل سۄزُن پژاوِ اَدِ لول
نَت مستک رۄدُے سے بۆز وان
وُچھُن گۄپیَن ہُند ہژدَے کرٛشنہٕ اول

(41)

أندری پادَن ہُند دیٛان داران
ژھاران ژھاران وُچھمکھ پۄر
دِژتھَم أچھ یِمہٕ آسم تھاران
وُچھمکھ ساس بھاسکرٕ کُے نۄر

(42)

گیٛانَس تھۆد نو شرٛوژٕ راوی کاٹھہ
گورٕ دیٛانَس تھۆد نہٕ بیٛہٕ کاٹھہ دیٛان
سَمتایہِ یۄگ گیٛأنَس چھُے ووپدان
پانٔے سمیَس پیٹھ آتم گیٛان

(49)

کُنُے پَرتو کُنُے سور تو
کُنُے وُچھَکھ سارڑیُگ سار
کُنُے آسۓ وُن چھُے انَنتو
کُنُے دِوان بَوٕ سَرٕ تار

(50)

سَتھ گور مَنۓ مَنْزِلس مَنْز سووُم
واوٕ داوَو ٕستیٓ دِژمَس زیٖر
سوٚہَم شَبدے اُدھ گیٖت گووُم
نووُم مَن تیَ بوونَم سیٖر

(51)

صاحِبوٕ زیٖر دِنۓ سۓ بۓ لَگیوٕ
سَگۓ یوٚ دیٖکھشا لولۓ اَشِہ بۓ
کلپۓ وڑیکھچ پاپَن لَگِہ چھَگیو
مئوٚ ٹھُے پھَل نیٖرِ کھیٚاو تھو ژٕے

(46)

گرمَس سَردَس مَنْز ہیُوٗ روزی
ہیُوٗے روزِ مان اَپمانَس مَنْز
سوکھ دوکھ ہے مَنْز سَمتا تھاوِی
پڑاوِ پَرمہٕ آنَنْد پانَس مَنْز

(47)

ہاپانہٕ اَپزِس مَنْز ژھالہٕ ماران
روٗکھ پزِس نِش اَوے ژٕ دوٗر
اَپزِس مَنْزٕے روز تو ژھاران
سَتُک پڑکاش پۆز نیرِ بَر پۆر

(48)

کتھ کر سَتہٕ چی سَتھ سُمرن کر
پَتھ مو روز اَکھنڈٕ پاٹھی سوٗر
وَتھ لبگھ پننِس مَتس موتھر کر
پڑتھ تنہٕ ہے وُچھکھ سَتھ گوٗر

(55)

شَرِنٕے ژیٚے چھَس پُشرِتھ سوٗرے
موٗرِے زَن اوٚبرس چھَس نژان
شاپھ گاٲلِتھ ترٛووٗتھ یَلہٕ توٗرے
پوٗرے کھاٲرِتھ ژٕ پانہٕ پَژان

(56)

وِشَین پَتہٕ وٲنٛس راوِ راٲوِم
ہاوِ باوَن یتہٕ تھاوٲنم نہٕ زان
سُمرَنہٕ گیانَس شانہٕ نوٚمراٲوِم
پرٛووُم آنَنٛد رَتھِ کھوٚت پان

(57)

یُس اوٚش کھاری آیستھانَس
جانانَس گوٚڈ دِیہٕ أنٛدرَرے
پمپوش پھولہٕ نَس سیکہٕ مٲدانَس
پانَس منٛز ڈینٛشی سونٛدرَرے

(52)

صاحبَن دۆپنَم کۄتاہ پَرکھ
رَٹھ کیٚوَل اَکھ دِیہِ سُنٛد ناو
اَنٛتہِ رۆس سٔدرَس کِتھِ پاٗٹھی ترَکھ
دَم دیٛو نۆن نیٖر سۄہم باو

(53)

کیٛاہ جلوٕ چھُ تَت ماٗری فَتس
سَتس اَستَس بسہِ وُن سُے
بیٚیہِ دَز وِنس آدِم رَلتس
ہَتس ماٗرِتھ نٮ۪رلیپھ سُے

(54)

صاحِبو لَگیو چاٗنس ناوَس
واوَس اَتھِ کٔنٛز شیٚچھ سوزان
زَنما دِکن ہٕنٛدِس گالان لاوَس
سٕہز سوباوَس پانہٕ بوزان

(61)

اَپزِس دَم مارُن چھُنہٕ گاٹہٕ جار
چھُکھ وَنان گرٕبار کران بےٕ
کےٕ ییٚلہِ پھُٹی اَدٕ پۆنےٕ سار
بےٕ بےٕ کرُن تڑاو سورُے سُے

(62)

گورٕ سُمَرن کر گور چھُے دَیاوان
رَتھِ پان کھاری اُچھ وٕڈی تھےٕ
کنہٕ نےٕ سَن ژٕے گرٹھِ یو کنہٕ وان
بۆٹھ کھاری یۆد ژٕ چھُکھ پھُٹےٕ تھےٕ

(63)

لولہٕ اۆش تڑاوِتھ وُچھس وَتَن
ہتَن مَنٛز پڑٕناوُن سُے
کُنی رَنگہٕ چھُے رَنٛگن سَتَن
نژٕونہٕ ورٕژ شۆمراوُکھ ژٕے

(58)

مایا زٕیوٕن نٔژناوان چھَے
ءستیٕ روزان چھَے زَن ژھایا
کایا اَپزٕے پُٔز باسان چھَے
بگھتو یِی گٔیہِ بھَگوت مایا

(59)

اَنٕتہِ روٗس سٔمیس دوران روٗدُکھ
بڑوٗتھہ دوٕرنےٚ ءستیٕ دوٗریٕوے سُے
پوٗت پھیر پانو تھر وشِیَن کر
ہرٕ ہرٕ پٔرنےٚ لبہِ ہٕن سُے

(60)

ہا زٕیوٕ اَہنٔکارَن وولہِ نکھ
لوسہِ وُن سِرِ یہِ ژٕ اُچھ زٕ کھول
زٔنمَن پھیرِتھ ژٕ کوٗتاہ دولہِ نکھ
سُلہِ گرِ پونٕ پاپھ پٔنٕنی تول

(67)

گژزِوُن ساگر گژزان روزان
دَزان روزان شاپھ تہٕ سَنتاپ
دھیانٕے تٔمۍ سُنٛد کرمن بۄزان
گیانُک بھان گالان مَنہٕ تاپ

(68)

سُمَرن گالان زَنمن ہِنٛدی شاپھ
ترٛےٚ تاپھ موکلان سپوٚانہٕ ستۍ
دیانٕے تٔمۍ سُنٛد مَنہٕ ترٛاوان چھاپ
ماف سورے گۄنہان باونایہٕ ستۍ

(69)

مَن ڈٔنٛجہٕ تھأوِتھ پژان ہیٚوٚر ہیٚوٚر کھار
آتمس ستۍ روز مِلہٕ وان تار
نگِہٕ وَسن زنما دِکن ہِنٛدی پاپہٕ بار
ویٚدن تہٕ شاسترن ہُنٛد لبِھ سار

(64)

پوشپرنی گتھ کر تس جانانَس
مَنہٕ زأنپانَس مَنز چھُ بُسی تھے
دھارنایہِ پڑان کھارِ آیَستھانَس
جہانَس نِشہِ ہیۆر گرشھکھ کھُسی تھے

(65)

بوچھِ ہۆت کھیاو نہٕ ترٛفتی یِوان
اَتھ مَنز پُنّ تماہ چھُے
سورُے پُشرِتھ پھل روز دِوان
بُکھتن شۆبان چھُے ماڈِے

(66)

مَنز بُکھتہِ باوِ کس لولس لین روز
شینہٕ مأنی مَن ایکاگر گرشھی تھے
پزِتھے کرمن مو ووُنی دین روز
بین بوزان گرشھکھ ہیۆر کھُسِتھے

(73)

وۆنمُت کنو ژیہٕ بۆزُتھ پانے
جہانے سارِکُے ژٕ آسُون سار
ٹاڈھین پیٹھ روزُون دَیاوانے
کٹھِنے بۆ سَرٕ دِوان سے تار

(74)

سۆمبران سۆمبران پان مو گۆبراو
سۆمبرِتھ کینٛہہ نو نیُن چھے ستی
لۆت روٗزِتھ ژٕے یَژھایہِ دۆبراو
مَن گنٛڈِتھ تارٕ ترِتھ گیہِ ستی

(75)

مَن لاگ تَس کُن کن وٕتھے تھَو
دَنہٕ ترٛیشنا تراو رَتھِ تَن کھار
بوزَکھ پانے چھُ آگُر گرزوان
پیرٕ گاٗمتِس پانَس لگہِ تار

(70)

دَے نو دۄرِ چھُے سُہ چھُ مَنٛسے مَنٛز
مَنٛہٕ رِپہٕ پانٕے چھُے سَت گور
نٛیرِمی بَنٛد کر أندری اَژھ انٛدر
ٹاکارٕ پاٛٹھی وُچھَن سُے سونٛدر

(71)

زیرِ زیرے پوٚشِ لاگِس شیٖرے
نیٖرے نوٚن سُے آدَن یار
نتہٕ یوٚد دُژستِس جہانٛس تہٕ پھیٖرے
گُنہِ نو لبہِ بھوٕ سَرِگُے تار

(72)

سوٚن تھاٛوِتھ ژِے نوٚن موہاوُن
تھاوُن ژۄرِ یتھٕ نافہٕ آسان
لولہٕ سوٚدرَس مَنٛز غوطہٕ دیٖاوُ ناوُن
پژاوُن لیٚمبہِ پمپوٚشستھان

(79)

کَنْجے کھیاوان رۆ دُکھ پأران
اتھ نو روزی خاک تےَ سۆر
وِشیَن تھرَ کر اوم روز سوران
پڑزلی کاے تےَ بنکھ پُرنۆر

(80)

قطرس مَنزِے سئِدر چھُ بُستھے
سأرِے کایناتھ اَتھ مَنز چھَے
زو تہِ وِنی زِتنی نہَ دۆر چھُ سورُے
سَن اَتھ دۆر گرشِ سورُے بھَے

(81)

زیوو لِس ستی پَزِرچ تھَولےَ
کھَے گُلِتھے پڑزِ ناوَکھ پان
رِتبو کرمَو بنہِ کھو نبرِ بھَے
لولِہ نےَ وَزِ نیرِ امر بتہِ کان

(76)

سۺسار وڑکھیٔگ پھَل چھے نَشوَر
آسان ٹیٚوٚٹھ تےَ باسان میٚوٚٹھ
بھرٛمہٕ سٔدرَے منٛزٕ نیرُن دُشوار
ژھوٚرِتھ رٹُن سُے پگھ زیٚوٚٹھ

(77)

کرنَس منٛزٕ ے نہَ کرُن باسی
آسی سَت ژٕتھ سوٕرُون سُے
سوٗرے کُرِتھ روزی وودأسی
سنیأسی مالہِ آسُون سُہ چھے

(78)

بیٚنہٕ ہٕنٛدِ ہٕتی پھرٛٹھ نو گرٛھبس
نو کرِ پَنہٕ نُے وَٹھ کأنسہِ زانٛہہ
زَٹھ کاسہِ پَنہٕ ہے کھَسہِ مَنہٕ یٔنٛدرَس
زیٚتھ گرٛھِ سُے شُترَے کاہہ

(85)

گوٚر ترٛن دیوَن مَنٛز تھۄد آسان
زَنما دِکن ہٕنٛدی کاسان بھَے
شَبدٕ ے وِشین گنٛڈ کرٕناوان
ہاوان سارِنٕے مَنٛز چھُ پانہٕ دَے

(86)

مَنہٕ رَکنٕی سَت گوٚرٕسے گرٛڈھ شَرٕنے
اَدٕ پرٛزٕ ناوکھ پَنُنٕے پان
سیوٚ تمٕی سٕنٛزِ زیو پانَنَے ترٕنے
پَرٕنے اوٚم گرٛڈھ مَنہِ رَٹھ پرٛان

(87)

کرٛینٛجلہِ پوٚنٛی ساران ساران زَگ موٗد
گرٛڈھان یِم کوٚت زانٛہہ سَنٛیوکھ نہٕ اور
وُنہِ چھَے سُل بَس دَیہِ ناوٕے روٗد
سُلہِ گرِ سُمرن کر کھُلہِ تور

(82)

لولس تھوِد نو کاثہہ مَنٖتر چھٖے
یَنٖتر تہِ نو واتان لولہٖ سٖے
لولس نِش حأران تَنٖتر چھٖے
صاحب یُس ٹوٹھان لولہٖ سٖے

(83)

سَتھ تھاو تمٕ سٕنٖز وَتھ ہاوِ پانٕے
کتھ موٗدرٕے کر پیٚیی شُہجار
مایایہِ پرٕدے پَتھ ترٛاو پانٕے
لتھ لأیتھ کھسکھ ہیوٗر سَنسار

(84)

رِتی بھوٗگ بھوگان وأنسا گیہِ یو
پیٚیہِ یو نیٚندٕر ژیٚے دوٗنٕز وَکھ ووت
ترٛاو آسکتی یہِ بٕڈ کرٕے چھیٚیہِ یو
لےَ تَس ہتی تھَو وِشٕین دِ دزٕوت

(91)

شَم دیۄ دَم دیۄ ژھیتَن رۄزِتھ
وۣشیَن گنڈ کر تہٕ ترکھ ژٕے
شَن ہٕنٛدِس سأمِیَس شۆنٛچھا سۄزِتھ
شۆیوَ بہٕ موٗرُس مارُکھ ژٕے

(92)

مۆت کھار پژانٕے اپانٕے لۆت تژاو
دھارنایہِ دیان دار مَنہِ منٛز تھاو
مَنہٕ کِس یٔنٛدرَس شَبدُک پَن کھار
راز ہَنس بنگھ یۆد ژٕ أسکھ کاو

(93)

دوٗہہ دوٗہہ گأژھتھے کال پَتہٕ دوریۄم
بُتھِ بُجرٕے آم چھَس تھاران
پژاران پژاران لوکہٕ چار سوریۄم
ہا پانہٕ شِو گژھ سوران

(88)

دیٚانہٕ دھارنایہِ ءستیٚ مَنہٕ گوپھِ ژھوٹڈُم
نوٚن دڑاو زن کاڑٕ زوٗن نوٗرٕ پان
مَنہٕ اَچھوٕے ءستیٚ وارٕ پڑٕزٕنوُوم
سَتگورٕ روٗپہٕ وُچھمَے بھگوان

(89)

ژوپاری ڈیٚوٹھُم سأرِسے اَندر
پڑزلان پنہٕ نِس گرٕسے مَنٛز
میٚون میٚون کرٕنےَ پھٹُے مَنٛز سمنٛدر
بےٕ نو کیٛنٛہہ سُے سأرِسے مَنٛز

(90)

ژیتَن اَسِتھ موٗڈَے مَو بَن
سُمرنہِ ءستیٚ مَنہٕ سے سُندراو
پڑانہٕ ژوٗر رٕٹھے کنہٕ نےٕ دیوٗکن
گیٚانہٕ گاہہ پَنہٕ نی پان پڑٕزلاو

(97)

بَنٛد أچھ کٔرِتھٕے پرٛکاش وُچھکھ
ووٛنٛدٕ صافٕے چھٕے سبٛند وُزٕوان
گرٛزُن گنٛگایہِ ہُنٛد بَنٛدکنو بوزٕکھو
نر دوٛنٛد چھِی اَنٛدٕ وَنٛد بۆزٕ وان

(98)

نَٹ بٔنٛتھٕے ژٕے آکھو زیٚوو
کرنے نَٹ روٗپک وٕیوٕ ہار
آسی یۆد رُت کرُٛت زان ہیٚوو
کَرتیُٛتھ یُتھ لگہِ بوٕ سَرٕ تار

(99)

سۆم کھار سۆم ترٛاو سۆمٕے سۆمراو
سۆم لاگ سۆم وُچھ سۆمٕے سار
سۆمٕے زأنِتھ اۆمچی تار پرٛاو
سُمہٕ دِتھ دِیہِ یوٕ بوٕ سَرٕ تار

(94)

گوٗن ترٛیےٚ چھِی زٕیوَس پرٛ گُرژ مَنٛز
سَتھ رَج رٔٹتھ تَموگُن ووٚپدان
تٔتھے سَت تَم رٔٹتھ گرٛھان رَجٕسے مَنٛز
زیٖو رج تَم رَٹھ ستوگُنَس دِ پرٛان

(95)

حبس کر حبس تھَو یُتھ نہٕ حبسہٕ وٕے ڈَلکھ
وبسرِتھ ڈٔلِتھ گلی شیٖن زَن پان
سُمرنہِ ٔستی پمپوشی پھولکھ
ترٔتھ بوَٕ سَرٕ گرٛھکھ لبگھ نرٛوان

(96)

ہأ جانانو وَنٛدیو بہٕ پرٛانو
کٔنز شیٚچھ ؤتِھم سبٛٹھاہ مولہٕ وان
سٔنزتھٕے سوے گُرٛھِتھ برٔتھ آم بانو
پرٛانٕے ہیٛوٚر کھوٚت پرٛکاشستھان

(103)

اَگیٲنہٕ ہِکِنی باسان سُورے مٕیوٗنےٚ
گیٲنِک گاہ بَس پۆز ہاوان
شاسترٕ وَنان پزٕ سۭے گرٛٲہِ سَنہٕ نےٚ
پۆز وُچھنےٚ گو لبُن بھگوان

(104)

دَے چھےٚ رَژٕ رژِ بٕسہِ تھےٚ پانَے
شیٚنَس پوٗنی رَنگ مٲنزے جان
ابھیٲسہٕ ہِکِنی نۆن نیرِ جانانَے
ہیٚوٗ رۆزِتھ رَٹھ ژٕ مان ایمان

(105)

یۆد کُل گنی سُہ پھلہٕ سۭے سَنی
نارٕ تاوَے دَزان ہٕرُدیُک ستھان
کھنبہٕ ماترس وٕرٕیہِ ٹُدی باسٲنی
مَنہٕ آسنَس بَنان پَرمہٕ ستھان

(100)

کِنٕنۍ کن دِتھ روز تو پانو
لوٚتہٕ لوٚتہٕ بوزَکھ شبدَے سار
دھیانَے دھارنا تھَو بۆز سانو
موٚدرٕے وَزان کیاہ سورٕچھ تار

(101)

پانَس بوٚن کُن نظرٕے تھاوِتھ
شانٛتھ مَن گرٕہتھے بَڈِیو باو
کتھ زٕچھرس چھُکھ ژٕے تھَچھ گُرِتھ
چھُ وُرُن یوٗتے تیٚوٗت کھور وہراو

(102)

شارداہِ ہُنٛد چھُے دَیا روٗپ چوٗنُے
اُنٛتھ روٚس آسان اَمہِ کُے لول
یوٗت وَرتاوکھ بَڈان چھُ تیٚوٗتُے
خَرچنہٕ ستۍ نو چھُے گژھن وول

(109)

یگدم دٕہن سٕپزٕس مَنہٕ سٕے مَنٛزٕ
کانٛہہ وَتھ ترَنٛچٕ نہٕ باسیہِ میٚے
نوٚن نیرِ ژیٚے ژٕنٛز پأٹھ وٚنٛتھَم
کرَ منہٕ دیٛان تارَتھ بہٕ پانہِ ژٕے

(110)

زَلہٕ مَنٛزٕ نیٛرج ژیٚے پھوٚلہٕ روٗتھ
دوٗہہ پوٗرنٕماے دَیا گأرِتھ ژیٚے
ژٛن بھوَنَن ہُنٛد سار ہیٚچھِ نوٗتھ
اَڈٕ چھأوِس چھاو اوٚنُتھ میٚے

(111)

تَن چأنٛز أسِتھ مَن چوٗنُے چھُم
اَن سورُے چوٗنُے چھُم دَن
کن دِتھ کنَن سَنُن چوٗنُے چھُم
چھَن چھَن بوز کر گنَٹایہِ ٹھَن

(106)

ہا سَت گوءِر ہا بڈِ مہاراجو
تاءِو کوڈھَم مَن مےٓ سون چَمکان
ڈیان چون کران پاپَن تحراجو
بگھتہِ پڑکاشہِ سوءرے زوتان

(107)

سُلہِ کن تھوٓتھَم میانہن نادَن
لادَن بَس چھَم اَکھ مےٓ چاءٔنی
دَیایہِ ءستی کھبے کرءُن اَپرادن
ناو چون بوءِ سَرءِ تارأنی

(108)

پھٔیمڑ أءسس بوَ سَرءِ سے منڑ
لوءِلکہِ زورءِ بوٓٹھ کھاءٔرتھَس ژیےٓ
گنگہِ وانہِ ناءوِتھ اَنتہہ ہاءوِتھ
کٔنڈ داغو بڑِتھ ڈاءینٹھم میےٓ

(115)

ہا پانۂ یۂ کیژُھاہ بیٚتۂ میلان
تتھی مَنْز سَنتوش کرُن گو جان
مو روز اَلاندٕن تھپۂ دِوان
سوکھۂ دوکھۂ سۂ مَنْز ہیٚوٗ تھَو پان

(116)

یَژھ أٔسم بَرپوٗر گنےَ ۂمژ
دٕدِوَن اوس باسان سورُ ے
أنْدرَ ے گیٛاۂنچ جیٛوٗتیاہ زأٔلِتھ
مَنۂ گرُ رٔٹِتھ ترٛووُتھ تورٕ ے

(117)

کَل کَل کرٕتھے پَل پَل ما گوم
ژھَل کرٕتھے ما سَنْسار گوم
مَل کٔڈۍ تھے داغَو نِشۂ دوٗر گوم
مَنۂ وِشَین ژوٗر پیٛتھ نوٗر پیٛوم

(112)

یاوُن زولمُت اوسُم کامَن
کرٛوٛدَن تہِ زاٗجرٛ اٗسم کاے
موٛہَن لوٛبھَن اوس ووٛلمُت دامن
نوٚن دژاکھ بھاسکر غاٗب گیہِ ژھاے

(113)

نَشوَر سَنسارَن ژٕرے ووٚلمُت
بوٚز ہیتہٕ کاٗم ییٚتہِ پوٚز کیٛاہ چھےٚ
پی ریٚشو اوَتارو ووٚنمُت
مَنہٕ اٗچھِوٕ ے وُچھ سَتھ اَستھٕے

(114)

مٔژی توٛشکھ مٔژی روٛشکھ پانےَ
مٔژی ہاٗوِتھ گیُت پَنہٕ نُے پان
مٔژی ژیےٚ سُمرَن دِژٕتھ کیٛاہ جانٕے
ہا گورٕ وَنٛدٕ یوٚ پَنہٕ نُے پژان

(121)

ہا زِیو اِنْدرِیےٚ مَنہِ روٚس چھِ آسان
مَن اِنْدرِیو سوٚس آسان چھے
زِیو یوٚد نیٚنْدرایہِ مَنْز تہِ چھے آسان
اِنْدرِیےٚ بَنْد تہِ مَن زاگان چھے

(122)

گورِ دیکھیایہِ رَٹھ نَم ژھتھ ناوے
نۆر ڈیٚشتھ تژاو پۆری دۆر دۆر
سَتہٕ چے وَتہِ پکِتھ مَن اَہم تژاوے
پژاوے پَرمہٕ آنَنْد سُہ پۆرِ پۆر

(123)

مَو ہاو تَس یُس نو چھے یَژھان
کوتاہ چھُ بوٚڈ سُے تہٕ تمٕی سُنْد باو
موٗڈس چھُ وٕنی وٕنی کُنی پَتی گژھان
بُزی بُزی نِوان چھُس وَرزُن واو

(118)

مَنٛدر مسجد تیٖرتھ تہٕ اَستان
مَو ژھانٛڈ پانو اتہِ چھےٚ نہٕ سُے
پَژ لولہٕ مَنہٕ کُےٚ بَنٛتو مَستان
بڑوٚشٹھ کنہِ وُچھ ہَن ژھوپہٕ گرِتھےٚ

(119)

سۄر مٔلِتھےٚ نۄرٕ برِتھےٚ چھکھ ژٕے
تَنہٕ سہٕ ءمسلاہ وٕلِتھےٚ ژٕے
کھوہٕری کنہِ بیٚہناوان رَنہِ ژٕے
مَنہِ گوپھِ نوٚن نیر پڑینہِ پڑوٚن ژٕے

(120)

دَیا روٗپس چاٗنس چھےٚ نَمسکار
نہٕ چھس سُم گُنہِ نہٕ گُنہِ تار
یَس سٔدرَس بوٚٹھ کھاٗرِتھ سَنٛسار
پان دِتھ پٔنٛن تہِ روزان بےٚ قرار

(127)

مَنَس بۄگن ہٕشِز آہوٗتی دِوان
زَنمادِ زٕنم گٲیہِ یو ہُمان
کم کر ہُمنُے تٔمی سٕشِزے کنہٕ وان
أتھی مَنہٕ سٕے مَنٛز وُچھُن بھگوان

(128)

کن تھَو سَتھ کتھنٕے سَت وَرتاو
وَتھ اَتھِ یِتھ وُچھہن پانہٕ سُے
سَن پۄرٕ مَنہٕ کُے ناگٕے وُزناو
ژھاے گٲلِتھٕے چھُے نَنہٕ وانہٕ سُے

(129)

سَت گوٗرَن وَتھ مےٚ ہاوٕم
پرٛتھ مےٚ کوٚڈُم کامہٕ سٕے
صُبہٕ شامَے یاد پووُم
لتھ لٲیِتھ آرام سٕے

(124)

گاٹُل یُس چھے ترٛکے سُہ آسان
باسی یۆد مۄڈ سُے گیٛانہٕ وان
اَکہِ اَکہِ گۄن ژاران مَنٛز ساسَن
زٕنم رَتھِ کھٔسِتھٕے لبان نِروان

(125)

ہَرے کرٛشنہٕ سَتگورٕ آگُر ژٕ میٛونُے
گاٹٕگر ژٕے لوٕچھ بٕرِتھ کیٛاہ جان
مَنٛگ ساگر وُزٕ نووُتھ پرٛونُے
اکہِ زیرِ کٔڈتھو اَمرِتہٕ کان

(126)

مَنہٕ چے ترٛیشنایہِ نو اَنٛت آسان
وُچھ وُچھ تہٕ بۄزی بۄزی بَڈان چھےَ
گنٛڈ کر رُمہٕ رَزِ یتھ مَن مانہٕ آن
گیٛانہٕ وِژارٕ ستی کرتَن لےَ

(133)

کرٛوٗر کرمن ہُنٛد گوٚب بورُے ژیٖےٚ
ڈکھِ روٗزِتھ نگھِ وولُتھ سور
اَدِ ژیٖےٚ نِش وأژِس باوِ ساےِٕ
رٕچھتھِس مُشرُتھ بکھتی تور

(134)

مَنٛگنہِ نِشہِ رَچھتَم جانانو
زَمَس یِتھ بَس موٚنگہِ مکھ ژٕرے
پرٛانَن منٛز باگ دورُم دھیانو
مَرُن جاےِٕ مَنٛگنہِ نِشہِ چھُے

(135)

لولِکہِ سَبقَے لَگَکھ نو شاٹھس
گاٹھس واتکھ پانَے ژٕرے
پمپوش پھولِہ نَے ٔدیٕ مِتِس کاٹھس
پاٹھس پژِس نو چھُ کانہہ پاٹھِے

(130)

نانا رۄپو وُچھمکھ صاحِبو
کُنُے پڑان سأرِے مَنٛز
پَنٛچ بھۄتو ءستی کھوان دانا
بہانا بۄ سَرِ تارِنہٕ کُے سَنٛز

(131)

ژِے أءگن پَون آکاش
پڑکاش گگن تہٕ بھۄتل ژِے
رَچ تَم ستکُے چھُکھ پڑکاش
گیانُک گاش مَنہٕ وُزِ ناو ژِے

(132)

کۆت گژھان بب مأج باندھو سأری
شُنیاہَس میلتھ شُنٛز سَپدان
روزِوُن نو پیٚتہٕ کینٛہہ سَنسأری
پڑانہٕ ژۄر رَٹھ پَتہٕ لاری نہٕ سۄان

(139)

زاگرت سۆپُن سُشپتہِ تۆریا
اَوستایہِ ژور یۆگین ہنٔز چھے
اَبھمان دیہٕک تھاوُن چھُ میۄتھیا
سُلہِ پۯزناوُن گرشہ تس لۓ

(140)

شُنی اوسُکھ شُنی آسَکھ
شُنی روزان چھُے پتہٕ وَتھ
شُنبس منٛزٕے کیٛاہتام لَبکھ
شُنیُک سآمی چھُے اَکھ سَتھ

(141)

ژٕتھ تےَ ژٕپتَن کُنٕے کُرِتھ
ژٕ تہٕ بہٕ کاستو پانَس ژٕے
پَرمانَنٛدس پانٕے وٕرِتھ
میُل تس ہتی گرشہِ گلیوٕڑے

(136)

پانٔے سِریٖک پۄژٕنڈ تاپہٕ وان
سُگنٛد پرتھوی ہُنٛد چھُکھ ژٕے
اَوشَدِیَن پۄرِ پۄر بناوان
رَسہٕ رۄپہٕ ژٕندرم بَرسان ژٕے

(137)

کتہٕ ژھانڈَتھ بےٚ لوتہٕ لوتہٕ ہاوُم
کتہٕ نےٚ آسان چھےٚ چون دار
مَنہٕ مَنزِلس زیٖر دِنہٕ ہیٚے تھاوُم
نگھہٕ والُم گۄب پاپُن بار

(138)

ہا زیٖو مَتہٕ روز تہٕ پرتھ کانٛسہِ مَنگان
ننگ رَچھ ننگن تہٕ سَت سنگ کر
رَچھی سُہ پانٔے مۄلن تہٕ لنگن
مَنگُن مَنگُن تراو زِندے ژٕ مَر

(145)

سَنسأری یشہِ کی نَشہِ نۂے وڑلنکھ
نێشکام جامۂِ کونۂِ چھکھ پأران
مہُۂ نێنڈرے ییتہِ وارے دوڑلنکھ
ژہتۂِ پھُرناہ کونۂِ بێہناوان

(146)

نَظرن مَنز نَظرِ ستۍ گاہ تژأوِتھ
کُرِتھ عأب غأب مَنہِ پرٛزلیوکھ ژٕے
ناوُک موختَۍ واوِ داوِ تأرِتھ
کھأرتھَس ہیۆر ییمہِ سٔدرَے بۂ

(147)

اورَے پانَۍ تورُے ترٛووُتھ
سورُے بووُتھ تۂ ہووُتھ ژیٚے
وہرٛار دووُتھ مَنۂے سووُتھ
پھوٚلرووُتھ پوٚش چھووُتھ ژیٚے

(142)

دِہہِ کُے گرٕ تَس کُیت تھَو نأوِتھ
پأوِتھ تھاوُکھ شُٕترٕے ژور
اِنٛدرٚیہِ موختَے تَتھ جَرٕ نأوِتھ
چھأوِتھ گرٛشکھ اَوستھایہِ ژور

(143)

پَنہٕ نُے پان پرٛزٕنأوِتھ مہٕ آسِے
گرٛاسِے سَروٕ سَنٛکلپَن ژٕ کر
ترٛاو سأری تلہٕ پیٹھٕ تلہٕ واسِے
سَت سَنگہٕ کُے ووپہٕ واسِے کر

(1'44)

یۆدوَے مَن گرٛشھِ برٛہمہٕ وِچارَس
گرِ بِہتھِے کرکھ یاترا ژٕ ے
پرٛدِکھن پانٕے گرٛشھِ آژارَس
پرٛژارَس کیٛنٛہہ نو کرُنُے چھُے

(151)

تَس روٚس کیٚنٛہہ مَتہٕ سورتو زٕہوو
پَرتو نیٚشکام تَمٕی سُنٛد ناو
سُے زأنتھ کر پڑتھ کأنٛسہِ سپِوو
نٕروان پَد اَونأشی پڑاو

(152)

اَنتہہ شود گٔرِتھے سوٚم وَرُن
سَنتوشہِ تَم کڈ اوٚم رَٹھ پڑان
گمبٕیرتایہِ شاہ والُن تہٕ کھارُن
گلی شک وُچھکھ سارِنٕے گُن پڑان

(153)

وِکلپے بوز چھُے بڑمہٕ راوان۔
سَنکلپ دڑڈ کر تہٕ رَٹھ مَن پڑان
دھیٛانٕے گٔرِتھے لوٚت تڑاو اَپان
دون بُمہٕ نٕے مَنٛز پڑکاشچ کان

(148)

ناکارِ کُس چھے کُس چھے جانِے
اَنگے بٔیوٗن تھو کوسَنگہِ نِش
سَت سَنگہِ ستی رَنگ دِیوٗ جامے
مَوا مَنگِے چھے پانَس نِش

(149)

ژھیوٗٹ شرٗوٗژ کرِتھے کُن نو واتکھ
لَبکھ نو کُنہِ اپارُک پاو
شرٗوژیُک شرٗوٗژِے ژکُنے آسکھ
سَبق یِی مَنہِ چھے ساریُک سار

(150)

زاُوِجہِ رَزِ تھَپہِ تار دیوٗ پانَس
دانہِ دانَس کھبنہِ واُلی سُند ناو
کھیٛاوان سُے مَو گرٛھ ابھِمانَس
واتکھ تھانَس بَڈِیوٗ باو

(157)

ہا صاحبۄ ژیٚے مٔشرِتھ تأری
نگٕھ وُتھی بأری یَم أسِم لأری
یَس صاحبو ژٕے چھُکھ کران یأری
تمٔی سٕے شمتھٕے ورٛژ گٔیہِ سأری

(158)

مایایہِ ءستی بَنان زہو چھِ شأری
زانان بٕے چھُس وَنان چھِی چأری
یَس واتان ییٚمہِ وِزِ چھَے وأری
سُہ گرٛھان سَنسارٕ منٛزٕ ہأری۔ ہأری

(159)

زہوو ڈٕکہٕ ڈۄنۍ کیٛازِ پھُٹراوان
اَسمأنۍ گاڈٕ چھُکھ بُزی بُزی کھوٚوان
کَالِنہِ ژنٛجے دِہہ ییٚلہِ پیوان
گُس موٗد گُس روٗد بَن وبٛژارٕ وان

(154)

کتھ چھُکھ بوزان اِندریِٛہ چھونے
ترُٕکُے وَنے ژٕیتَن روز
سَنزَس روزان چھے مَنٛز مَنے
گَنے شبدُک ژٕ ٹھنے بوز

(155)

ہا پانہٕ سۆر گرٛھان نۆرٕ تَنے
کھن ہَنہٕ ہَنے دَیہِ سُنٛد ناو
نَتے لَس یُس مَنےٚ سنے
سۆرۆپ بَنے بَڈیو باو

(156)

أخرس پیٚوان چھے تَس کنےٚ
اَنے أچھ یُس تھوان سَنٛسار
مَو کر مُکھر ووٕنی نِشہِ رَنے
کر دھَنیہ دھَنے لبگھو سار

(163)

یُس نَمہٕ چانٕے اَتھ پادٕ جورِ
اَدٕ نوپورِ تَس یَم تےٚ کال
تَس تٔرن بھوَنَن مَنٛز نو سور
گلہٕ نَس بھَرم تےٚ ژھٕنہٕ نَس زال

(164)

سَنکلپ شُنٛیہ کُری تھےٚ سُے گارُن
مارٕنی پٔریمہٕ سٔدرَس مَنٛز ژھال
کیوٚل اَستھ کیوٚل ژھارُن
تارٕوُن شاہ تَس روز نأ لی نال

(165)

مَنہٕ آسنَس ژٕ ے پمپوش وَتھراو
شَنکھ نادے ستی لایُس ناد
سوٚہم شَبدے اُدھگیت بوزناو
شانٛت لۓ گرٔ ہتھے سپدَکھ شاد

(160)

سَتگورِ ژَرنَن ناو بَنأوِتھ
شَبدِ کِہِ پھِہِ کُے دِوان گرٔھ زور
ژَرنَن پَرمَے دھامَے سَپدِتھ
پڑأوِتھ گرٔھکھ اَوستھایِہ ژور

(161)

کُنہٕ وِے بۆزِتھ مَنہٕ ہے سَنتو
وَنتو کیٔازِ گٔیی ڈُلی بڑأر
ناوِ ٹونگرے ستی واوِ ڈۆر کھَنتو
بَنتو پۆرِ شودِ اِندرِییہِ نأر

(162)

کال چھے أندی أندی گرِ گرِ پھیران
گُنہِ وِزِ دِگ دِتھ نِیی سَنسار
بھرٔمہٕ سَنسارِ مَنزِ نیرتو ژِ دوران
ژَٹھ زأویُل زال لبکھو سار

(169)

دارِ دَرواز اِنٛدریٛے یتَھ پانَس
پژتھ جانَس منٛز سُمرتھ سٕے
کر بَنٛد أنٛدری سٕنٛدراو دانَس
أنَس کھَے گلہِ نَنہِ وانہِ چھِے

(170)

ہا گوٚرِ کتہِ ژھانٛڈتھ لبتھ کتہِ
متہِ رأژ سارٕیٛے ڈأکی گےٚ میٛے
سُمرنہِ چانہِ وأژِس اَصلچِہ وَتہِ
سوتہِ سوتہِ دیٚدار ہووتھم ژیٛے

(171)

پژانَس اَپانَس کُنٕے گرِتھ
وارِ وارِ دَم دِیُو منٛز پانَس
سَنٛکلپ سأری شۆمرأوِتھ
مَنہٕ سےٚ پژزلاو جانانَس

(166)

اَنہٕ وأری میلتھ سَرٕ کر سَنسار
مَرٕ مَرٕ ژَلہِ وُچھ پَنٕنۍ اَسرار
تھر کأستھ نۄن کڈ پزٕ کُے سار
شَرٕ نیرِ سُم دِتھ لَگیوٕ تار

(167)

دَیہ بتہٕ شۄرتھم باوَے پھرأژ
بھوٕ شوٗہرژ نِشہِ رٕچھتھس بےٕ
لولہٕ رأژن یێتہِ بَنہٕ ہأن ڈِہہٕ رأژ
یۆد عأرژ شَرن آسہِ ہےٕ نہٕ ژیئے

(168)

کم کم گرٛنڈی وُچھ پٹھِرس لاران
ساران پۆت کرمَن ہٕنڈی بأری
کێنٛہہ رۄدی کێنٛہہ مۄدی کێنٛہن چھُ تاران
پژاران کێنٛہن گیہِ زنٛمے سأری

(175)

ہمَسوٗ کران مَنہِ مَنْز ژٔھونڈُم
نٔنۍ اَدِ میٚے وُنہِ نم گٔنۍ کتھ
أنۍ گیانُک دٔھنٛیہ مےٚ پرٛ ووُم
سار بووُم میٚے پتہٕ وَتھ

(176)

ہَکھ دِتھے ژوپأری ووٚنُم
کرٛکھ ژٕ میأنۍ بوزتو
کیٚنٛہہ تہِ نو روزی یہِ اَپزٕ ے
پرٛیمہٕ باوَے ژٕ روزتو

(177)

اَنتہٕ روٚس وِشیوَ کوتاہ ووٚلہکھ
دوٚلہَکھ دانہِ زَن کنٛزٕ ہے مَنْز
تِلہٕ وأنۍ دانٛدٕ ہٕنٛدی پرٛ دِکھِن دووہکھ
موٚژ رووہکھ ہٕہہٕ شالہٕ سُنٛد کرٛژنز

(172)

یۆد پوتھِ پَرکھ تۂ پۆزا کرَکھ
تیرتھَن پھیرتھ گالکھ پان
باۄ رۆس زَپےَ پانَس پھرکھ
ترَکھ نو بھوٚ سَرِ لبکھ نو ستھان

(173)

شیٚو تھاوِم کاَر موٗرِتھ
تَنْبلاوِتھ ہاوہم پوشہِ واَر
پۆز زانِتھ شاہہ گیٚم راوِتھ
کلہٕ چھاوِتھ پلہٕ نۂ ڈُلہٕ باَر

(174)

پَزِ اَپزے یم دوہہ راوِ راوِم
پیادَن رازے بَنووُم پان
کوکرِ ہنے ییٚتہٕ موخَتے چھوٚکُم
مَنہٕ راوِ راوِم کھرُم ہان

(181)

باوِ لولہٕ ستی پڑٕژھ سَتھ گورَس
چھُم کیٛاہ کرُن تہٕ کِتھٕ ترٕ بو
پان پُشرأوِتھ سُمرن کرتس
پَژھ یۄد تھاوَکھ تہٕ ترَکھ ہو

(182)

کأنٛسہِ ہُنٛد آہہ مَتہٕ ہٮ۪تو زیٛو و
آہہ غریٛبہٕ سُنٛد چاہہ چھُ کران
بیٛۄن روٗزِتھ کر پرٛتھ کأنٛسہِ سیٛو و
شاہ بُنٛتھےٕ پڑٛاوکھ نِروان

(183)

سُے یہِتھ مَنٛز نأبِھستھانَس
ہرٛدیہِ سَتھانس مَنٛز چھُے سُے
ئلو چھُکھ گومُت ژٕ ے ابِھمانس
اَدیٛاتمہٕ گیٛانَس ژینتو ژٕ ے

(178)

گیٲنی گیانکہٕ بجرُے چھِ لبان
طوطہٕ سٕنز رَٹ کیٚنٛہہ چھِی لگاوان
ؤنی ؤنی ہاٲرِتھ کُن نوواتان
پٔزیمہٕ تھٲنٛی بَنہٕ کِتھٕ تُتھی تھوٗ دھیان

(179)

کرٛؤدھس ہیٚوٗ نو کانٛہہ شیٚتھرے چھے
گنٛجے رَژِ رَژِ خوٗن زالان
زہٕوس پاٲری زان مُشراوان چھے
بوٗزٕ بھٔرمہٕ سےٕ مَنٛز چھے تٔراوان

(180)

ہا زیو ستھوٗل دِیہہ نو چھکھ ژٕے
نو سوٗکھِم چھکھ آسہٕ وُن ژٕے
آسوٗن چھکھ دٔرشٹ آتما ژٕے
آمُت مرٔتیہ لوٗکس یہٕ زانہٕ ژٕے

(187)

پوٚتھِن تہٕ گرٛنتھَن ہُنٛد چھُے یہِ سار
مَنہٕ سےٚ مار تہٕ برُس پیٛار
دوٚن بُمہٕ نےٚ مَنٛز نظر کھار
سارِنےٚ بوز مَو کر تکرار

(188)

اَگیٛانہٕ وُنَل چُشمن پیٹھےٚ
میٛوٚٹھُے باسیٛو کرٛوٚٹھ سَنٛسار
دِلہٕ کُے سَتھ تہٕ اَستھ ہومۆٹھُے
دوہہ اکہِ ٹُلن ما ژور کہار

(189)

آتمچہِ ترٛیےٚ اَوستھایہِ آسان
زاگرتھ سۆپُن تہٕ سُشُپھتی
گیٛاٗنی پَرمہٕ پَدس چھَ وَنان
توٗرِیاتیِت آتما چھُ آسان

(184)

ژوڈِہَن بھوَنَن یُس سأمی چھے
یَس تھوٚد نہٕ کیٚنہہ مَنز ترٕبھوَنسے
رِیٛیہِ ہُنٛد روٗنہِ شَبدٕے بوزٕوٗن چھے
ویدٕ شاسترَن ہُنٛد اومکار سُے

(185)

کھنٕہ ماترس مَنٛز تارَن وول سُے
پارنہٕ وول ہیٚوٚر کھارَنہٕ وول
بکھتَن اوَتار دارَن وول سُے
مَنہِ گاٗرن بَر شبدَن لول

(186)

لوٗچ دَگے غاٗر کیٛاہ زانے
زانے کیٛاہ سہہٕ گرٛزٕنے بڑاٗر
سوٚہَم شَبدے کاٗر یَس فانے
تَس لیٚوٚکھ لانے لجِس نہٕ تاٗر

(193)

دَے چھُکھ بۆڈ چاُنی دَیا چھےٚ بُڈٕ ے
گُنڈٕ ے مےٚ داغو بُٲتھ اَس
رُم اۆم پُٲتِھےٕ دۆگنیار کۆڈُتھ
اُڈٕ ے ٲستھ پوٕر گُرتھَس

(194)

سَنسار چھےٚ اَندھکارَن وۆلُمت
بازار وۆلُمت مایایے
سَت وبڑارُک ہوش چھُ ڈۆلُمت
لگہِ تار سَت گوٕر یِژھایے

(195)

بڑہمہٕ وبڑار دُیتِنَم گورَن
کتھ وَنہٕ نَے وۆنَم سورُے
وبڑار آم تہٕ پیٚیہِ سَس پرَن
شَرَن گیٖس مُشرَن تورُے

(190)

کیٚژن وچھے نہٕ کھٔنَس دانے

کیٚژن بانے برِٕتھ چھِ

کیٚژن کھتھ چَتھ یٔڈ چھَے وَدانے

کیٚنٛہہ کھنہٕ روٚس ترٛیتھ آسان چھِ

(191)

یوٚد وَے عاَبَتھ تہٕ غاَبتھ کرَکھ

سورکھ نہٕ دَیہِ ناو زانٛہہ تہِ مُلیٚہہ

وبژارٕ روٚستُے پوٚش ہیٛوٗ مَرکھ

پھٔرکھ پانَس تہٕ کرکھ نو کیٚنٛہہ

(192)

کیٚنٛہن ژھانٛڈان گٔیہِ زٕنم ساَری

موٚر گوکھ موٚژِتھ سَپدیٛوکھ کرٛژ

کیٚنٛہن ناٗدِچ گرٕتھ یاَری

کیٚنٛہن میٛوٗلُکھ گرٕسے مَنٛز

(199)

سَتھِے چھُ سَت گور گرٛزٕوٗن چھُ ساغر
وید گرٛنتھ شاسترٕنے ہُنٛد چھُ آگر
یَس ناوِ نَم رَٹہِ ژٕلہِ تَس یَمٕنٛ تھر
اَکہِ نَظرِ ستی دِیہِ تار بھوٕ سَر

(200)

اومکار رَزِ ہردَیستھانَس لوٗمُن
ہووٗن اَ (اُ) تہٕ مٛ چھُس بےٕ
کُنُے اَہم اَکہِ نَظرِ شوٗمُن
ہُمُن پانُے تہٕ ژٕچھنَس بےٕ

(201)

یُس میلی تَس لول بَرٕژے
بےٕ کرنُے ترٛاو سورُے سُے
زیٛوَس بوٚچھِ ترٛیش بیٚیہِ کھیٛاوان سُے
بَس سُے چھُے، بَس سُے چھُے سُے

(196)

شَن مَڗ بِہتھ شێچھا سۆزِن

أچھِوے أچھَن ؤِن کتھ

مَنہِ سِے سٔنِتھ کنَو بۆ زُن

لچھِ وِے مَڗے پڑ آوِم گتھ

(197)

نَم رۆزِتھ شَم کوٚ رُم

خم گوٚنُم پانہِ سِے

دَم رٔٹِتھ سَم وُچھُم

سأرِسے نَنہِ وانہِ سُے

(198)

أنڈرِ اوسُم بِہتھ سُہ پانےَ

نێبرِ أسس ژھانڈان بےِ

بَنڈ کٔرِتھے پڑزلیٚو پانےَ

شِبرِ راےِ ڈیٚنٹھےَ

(205)

خَم ترٛاو دَم دیٚو بوزَکھ ژٕ سوٚہَم
اوٚم رَٹھ شَم دیٚو ڈَکھِ چھےٚ تھَم
یَمہٕ تھَر گُلِتھےٚ ژلی ژٕے کرٛم کرٛم
نَم تَس نِش چھےٚ سوٗرے سَم

(206)

دیٚکھشا گوٚرٕ سۄژ مَنہِ گٔنزٲوِم
سٔنزٲوِم سوٗے گٔیہِ پرٛزلان
رَژِ رَژٕے مےٚ ییٚلہِ رُمہٕ ناٲوِم
بُمہِ پرٛاوِم پرٛکاشٕچ کان

(207)

بارَمبار بےٚ یِتُے وَنےَ
لبگھ مَنٛزِ منےَ أتی چھےٚ
تیرتھَن اَستانَن سُے چھُ نےَ
بُمہٕ نےٚ وُچھ مَنٛزٕے أچھنےٚ

(202)

وہژار کر پانہٕ کر تو آژار
پژانٕن منٛزٕے پژان ہُمہٕ ناو
نَتہٕ یوٚگی بَنٛنُے چھُے دُشوار
ہمسوٚ سوٚہم پَر اوم پژاو

(203)

مایایہِ بھژمُک پَردَے ژٕٹِتھ
رٕٹِتھ تھاوُن اکھ اومکار
شَن مأرِتھ تھاوُن کھٕٹِتھ
وٕٹِتھ اَدٕ روزی پٔنٛنی کھار

(204)

وُچھان لوسان وَنٛی سورُے پژانیٚو
مانیٚو نہٕ زانٛہہ کأنٛلی ما ووتھِ بوٚج
موکلن ییم دوہہ یِہٕ ما زانیٚو
خأنٛلی کلہٕ کھوپرٕن نہ سوٚج بوٚج

(211)

زیوِ پرُتھے روز کنو بوزان
آنَند امرِتھ چوان گرٹھ ژے
زاژن ہُند دوٚ گنیار پانہٕ مو زان
آتمہٕ روٗپہٕ روزان سُہ پرٛتھ اَکِس

(212)

سَت سنگ چھے بوٚز ہُند آہار
اَمہِ کُے رس سوے چوان چھے
روٗپہٕ روٚس اَستھ کران وِہار
بھرٛمہٕ تَم گالان امہِ چی لے

(213)

ہا پانہٕ خَم تژاو کلہٕ کتھ گِلہٕ وان
پِلہٕ وان روز لوتہِ سور دَیہِ ناو
اَتھ ہیٚوٚ نو بیٚیہِ کیٚنہہ چھے مولہٕ وان
گِلہٕ وان پانَس چھے ہاوباو

(208)

وہڑار کرُن تۂ سَمے سورُن
ورُن شۂے تڑ اُوِتھ غۂے
اوٚۂے گرُن رُمَو پرُن
مَرُن زأنتھ تھرُن نۂ ژیٚے

(209)

اِندرێَن چھے زیوٚ تَتہِ یِوان
پانۓ وَنان پۆنزٕ اَسرار
یُتھ ژٕیتَن مَنُش چھے وُچھان
پۆنزٕ گون اوَگون بَڑِ دربار

(210)

مَنچے زیوِٕ ستی پَر سوٚہَم سوٚ
ہَم تڑاُوِتھ پَتہٕ روزِ سوٚ سوٚ
دَم دِتھ نوٚن نیرِ پانۓ ہَم سوٚ
ہَمٕہ کُے گلہِ خم چھے سوٚ سوٚ

(217)

أچھ بَنْد کُرِتھے گوٕر سُنْد دھیان
وُچھِن بڑوٕنٹھِ کنہِ وُچھان سُہ ژیٚے
پڑانس سَم گژھِ پانَے اَپان
لولہِ رَس چیٚیہِ بیٚیہِ چاوِی ژیٚے

(218)

دَم دیُو شَم ہیتھ دَم دیُو
غَم گاٲلتھ ژٲلہِ راوی ماے
سَم سَنْسارِے وُچھ ییٚتہِ کُمیُو
سوٗرِے بھرِم زان پڑزِلی کاے

(219)

مَنہِ چَن تارَن گنْڈ کر پانو
کھارُکھ وارِ وارِ سوٗرگِک ساز
کنَو بوٗزِتھ مَنہِ تھَو دھیانو
سوٗہِم ہمسوٗ بوز آواز

(214)

أچھ بَنْد کرِتھے وُچھمکھ أچھِ نے
مَنز بہتھے گاہہ تژاوان ژے
وۄہار وَقتُک وُچھان أچھِ وے
بَس چھُکھ ژے، ژے بَس چھُکھ ژے

(215)

سَنسارُک پار اَپار آسہِ وُن
کُنہِ غمخار کُنہِ چھُے رَنگدار
دزِوُن نار کُنہِ، کُنہِ چھُے سَبزار
اَتھ نو تار کُنہِ چھُے یہِ بأزیگار

(216)

یۄد ژے ہوش کرکھ مَنز سَنسار
دزِوُن نار تہِ دِیے شیہجار
سہٕلے باسے اَپارس کرُن پار
نہٕ کُنہِ بأزیگار نہٕ غمخار

(223)

اۆم تَت سَتُکے گیٚان الگ چھَ پَرٕنے
أچھ بَنٛد أچھِوے چھُے هاوان
زٕیو مَنہٕ کَنٛز چھُے پانےَ پَرٕنُے
سمیَس پیٹھ چھُے یِوان بھگوان

(224)

ہا لالہٕ رَٹہٕ ہَتھ لالن مَنٛز ژٕے
ژۄرِ تھَوٕ ہَتھ یِتھٕ نافہٕ آسان
مَنہٕ چی لاکم رَٹناوٕ ہَتھ ژٕے
بےٚ غَم رۄزِتھ روزٕ گژھ ماران

(225)

یُس لوٕچ دَگ جِگرس ژالے
والے أچھِوٕے اَشہِ نی دھار
تَس رُت آسان تھَدِ تھۆد طالے
وَسان ژرَنَو تَسٕنٛدِ دَھرتی بار

(220)

پاۆلن سۆ گو واِر وارٔے والٔن
کھاٗرن تۆ رٹُن نأبِھستھان
بڑھمۆ رٗندرَس پیٹھ نظرٔے دارِنی
اَدِ ہو پڑکھٹی پانۆ بھگوان

(221)

ژٗہأٹھ قِسمۆ سِپلن ہُنٛد چھُکھ ژٔے
تیٛیِہ ترٛہہ کرور وَرگ اَتھ منٛز چھِے
پھیرِوُن یمۆ ؤے ژوٛیِہ شیٛتھ لچھے
اَکھ تاری مَنٛش زنٛمے سۆ چھُے

(222)

گیٛانۆ وِگیٛانٛک بھَنٛڈار بٔرتھے
مَنہِ زیۄس چھُکھ وُزِناوان
حاأران چھُس کیٛا کیٛا ہاوان ژٔے
کُس چھُے پَران کُس پَرناوان

(229)

تھر پُرزَے کیٛاہ عجب بنے ہتی
کم کم تاۄ اتھ لاۂجمٕژ چھے
ٔبڈی ٔبڈی وِگیٛانہٕ وان اتھ چھِ سَنے ہتی
ہأرِتھ نہٕ ہٕکان گُرِتھ کانٛہہ یہٕ کژے

(230)

رَتھ ماز أڈِجو ٔبنتھ یہٕ پاناہ
فِناہ کران سوغاتَن چھُے
کتھ چھُکھ شولان چھُ میٛونُے جہاناہ
بہَاناہ گُرِتھ کُنہٕ وِزِ نوان چھُے

(231)

وُچھِم دیدَن مَنز چأنٛز نیتٕر جوٗری
گُرِتھ بَنٛد تہٕ روزان چھِم میٛےٚ وُچھان
گیٔس شَرن داتَس لٔجِس بہٕ پأری
دوٗپُن پژتھ دُہک چھُس حِساب چون تھوان

(226)

سَنسأرئ دوکھوِے ژیٹھ تژووہکھ
چھاوِ نووگھ کلہِ پَلہِ نےِ ژِے
واوِ کھوتہِ زأوِجہِ داوِ دَب دووہکھ
وبسرو وہکھ چھِے نہِ سام۔رتھ سُے

(227)

مَدھُرے رؤپ چون سوندر چھُ کیاہ جان
شیٖتل نظرو دِوان شیٖہجار
أچھوِے ستھن اَرپَن ژِ کران
ما دُھریہ باو یُس چھُ سارئیگ سار

(228)

مَن زیُنن چھِے نہِ جنگس نیرُن
نہَ پھیرُن وَتہِ وَتہِ بُنتھ فلوا
مَن زیُنن گوَ مَنہِ مَن تھاوُن
أتی بیٖہہ ناوُن وُچھن جَلوا

(235)

ہا نۆرِ متثیو سۆرے کوٚرتھم
اَدِ ہیٚچھنائوتھَس ءمژرِنی تأری
مَنہٕ کٔبن کۆنَن پرٛکاش بوٚرتھَم
ہأوِی تھَم یم چھی تَم رِپھ سأری

(236)

أنٛدرَے نۆر تَے نیٚبرے نۆر
آسہٕ وُن سُے چھُے نۆرُک نۆر
وِشے وِکارَن کران سۆر
بَکھتَن چاوان پیٛالہٕ بَرپۆر

(237)

بھ بھکتہٕ بَرن پوٛشن کران
ک گیانٛچ پرٛافتی کرِناوان
ت سوکھہٕ کُے انۆبھو کرِناوان
اِی سارِنے کھوتہٕ بٔڈ آسان

(232)

یۆد پڑتھ دوہہ ؤنۍ دِکھ جانانَس
أنَس زانۍہہ نو لُگی ژۍے کھَے
بھَیہِ رۆس بیٖہنکھ مَنہٕ زآنۍپانس
دانس لوتہِ سَنۍدراو أنۍدرَے

(233)

پاتال رئٹہِ تھٕے آکاش وُچھکھ
لبکھ رَوَس پَنہٕ نی گرَے
اِنۍدریۍے ژۆرَن پانۍَ مُچھگھ
سبق وارے کرَکھ سرَے

(234)

إنۍدرَے پانَس روز دِتھ کنٕۍَ
شُنۍیہ مَنۍزٕ بوزَکھ شَبدٕے سار
لَزٕے ترٚاوِتھ سۆم کھۍے اَنٕۍ
چھۆنۍ گرٚھن پانۍَ پاپنٕۍ بار

(241)

وَنہٕ کٔشیاہ چانہِ نَظرے ہُنٛد بَلےٕ
ژھَلے سَنٛسارَے مَنٛزٕ سوٗے کڈان
سار ہیٚچھِ نأوِتھ دِوان آتمہٕ بَلےٕ
نَلےَ نہٕ گرشھان گیٚان تَس بڑان

(242)

وَنٛدٕیو رتھ پادَن میٛانہِ گورو
کوتاہ بۆڈ ژٕ تہٕ چوٗنُے باو
سَنٛسارَس مَنٛز پر آٔسس گُمژٕ
بۆٹھ کھأرِتھ دِیٚتھَم لولہٕ تاو

(243)

بود ٹھَنٛڈٕ تھأوِتھے سوکھ میلان چھُے
ترٛاو سَنکلپےٕ تہٕ بیٚیہٕ وسواس
لأنِس لیکھِتھ یہِ آسی تہِ میلی
سَرپھِرا آسکھ ژٕ یا سنیاس

(238)

کر بُکھتی چھےٚ اَتھ سأرِے شکتی
موکھتی تہِ اتھ نِش کینٛہہ نو چھےٚ
زَنمن ہٕنٛز کاسان آسکتی
بھَے گأٹتھ چاوان لولہٕ مےَ

(239)

أنٛدرِم مَنٛدر چھُ سبھٹھاہ سونٛدر
گنٛدر چھُ اتھ مَنٛز گاہ ژ اوان
سأرِے کاینات ہاوان انٛدر
گیانٕے گُپت پأٹھی پرٕناوان

(240)

اَکہِ نظرِے سَنٛسارَے کڈٕتھَس
دوٚیمے کڈٕتھَس مَنٛز اَگیان
ترٛیمے پانےٚ سأرِسے ہأوتھَس
ژوٚرِمہِ اَدِ دیُتھَم آتم گیان

(247)

آیَس کتہِ آشچر سٕے بہٕ گاٗمژ
نبٕر گونہٕ مَنٛزے سوگون یہِ دژاو
سنگوٚنَس نبٕرلیٖف پاٗٹھی وٗرٕمژ
ماذُھری یہِ باوُک اَمرٕتھ مےٚ چاو

(248)

ژٕے سُمرَن ژٕے تَن مَن دَھن
زٕے روٚٹمکھ نبتھٕ نوٚن مَنٛز مَن
شانٛت گیُہِ وِکار چھَن چھَن
سوٚہَم بوٗزِتھ گیٖس کُنٛدن

(249)

پٔرٛژ بوز نَژوٕنہٕ وٗرٛژِ شوٚمراوُکھ
ہوٚمراوُکھ گیانہٕ اٗگنَس مَنٛز
سوٚہَم پٔرِتھٕے تھرٕ رُمہٕ ناوُکھ
شوٚمراوُکھ یَتھ سَگوٚنَس مَنٛز

(244)

پانٔنۍ سو گوٗنک وۄہار کُری تھے
ہرگون ہے مَنٛز مِلہٕ ناوان
شُنہٕ ہِکس دِیانٔس مَنٛنے وُرِتھے
ژۄرِ مہٕ اوستھایہٕ واتہٕ ناوان

(245)

دِہہ چھے کُنڈ شکتی چھس مَنٛزٕ ے
یوٗگی یتھ کُنڈلنی شکتی وَنان
موہہ نیٚنڈر زیوٗس زاگرت کُرِتھے
بھرٛم گاٗلِتھ لولہٕ مَس چاوان

(246)

ژال تیٚتھ وال بانہٕ سُدرَس مَنٛزٕ ے
زٕژٕ پمپوشہٕ پادَن شرٛوٚ پراو
کاژٕ زوٗن زَن نیرِ ہرگونہٕ مَنٛزٕ ے
لبہٕ ہَن یار لتس پان پُشراو

(253)

ژٔنڈرَس زَنٕے گوٚے ژیئے ژھانڈان
اَخرس ہیٚوتمکھ لولہٕ سٕے مٔلی
لولہٕ موٚت گور آو لولس گنڈان
حأران أٔسس گٔمژٕ بٕہ ٔلبو

(254)

موٚلس تھپھ دیٚو نوٚن نیرِ پانےَ
مُو پھیرٕ لٔنجہِ تَتہِ چھُنہٕ سُے
سَتھ ژٔکرٕ موٚلے زاگرتھ گرٛھی
مژٔگہٕ نابھِ مَنٛز کوٚستوٗری چھُے

(255)

نرٕگون مان یا پوٚز سگون
دونوے تَس ستی مِلہٕ وان چھِے
نرٕگونَس مَنٛز لین گژھِ دوٚگُن
ؤرٔژ گوٗپیہِ گِنڈان سَگونَس چھِے

(250)

وُچھ ژٕے لوٕلِچ عجب شکتی چھَے
ترٕٛفتی اَترٛفتی دونوے چھَس
وِشےَ وِکارَن نِش یِوان ترٕفتی
اَترٛفتی لوٕلِچ بَڈان چھِ بَس

(251)

وَر دِم ژٕ دیٚوو تھَر ژَلہِ مَنٕہ بےٕ
شَر نیرِ زَنمن ہُنٛد سورُے
سیوٚے ژَرَن چاٲنۍ پھَل دِم سیوٚے
پھَلکُک پھَل اَرپَن ژیٚیے سورُے

(252)

یوٚد بڑٕہما وِشنوٗ رُدُر پَد ژیٚیے میلی
لولہٕ روٚس یَم چھِے شُنٛز آسان
لولہٕ پَد آسان یَمِنٕے تھوٚد چھُے
کیٛازِ لوَلس یَم چھِ مٔلی میلان

(259)

گَس وَنہٕ کیٛاہ گومُت چھُم پانَس ۔
دَزٕ وٕنِس جہانَس کرٕ کیٛاہ بو
مایایہِ ژھاے سأرٕسے اَسمانَس
سٔندروو دانَس گیٖٔس شاہ بو

(260)

گوٚرَن سورُے ہوونَم أنٛدرَے
شَش رٕچھنَس ژرَنَن تَل بو
یَژھایہِ ترٛووُن وٚیدیایہِ بَرے
شَبدٕ پرٛنگ ہیچھُم ژھَل ہو

(261)

واوٕ داوَن دون گُنٕے گٔرِتھ
مأرِتھ واسنا سورُن ژٕ دَے
کنہٕ نٕے کن دیٛو شَبدٕے پٔرِتھ
دون گُن گٔژھِ تھٕے روزِ نہٕ بٕے

(256)

یۆد ژٕے بڑہمہٕ وبڑارس گرشھَکھ
بےٚ نو گُنہِ تہٕ لبکھ ژٕے
دۆگنیار اَدٕ ژٕے پانےَ مُچھکھ
وُچھکھ پڑتھ زَرٕہے سُے سُے

(257)

پانےَ رۆٹمکھ اَنٛدٕ ژٕے نالے
لالے وُچھمَکھ وُچھان میےٚ
زَنما دِکن ہُنٛد گوتھَم لتَہ مَلالےَ
لالےَ لالن لٲبتھ ژٕ میےٚ

(258)

پانَس اَنٛدرٕے پڑزلان وُچھُم
وُچھُم سورُے تہٕ برٲمَس پڑے
آہارَس نو ییٚتہِ زیادٕ توٚچھُم
سُہ چھُم شاہَدت تہٕ کوسنم بھَے

(265)

آغَس زاگےَ مَنہٕ کِس باغَس
لاگس گُلاب تےَ پمپوش
زِتنٕ دِتھ گوم وَنہٕ وأرانَس
کاغذ قلم دِتھ دِیُتنم ہوش

(266)

وَنان پانےَ، لیکھان پانےَ
پانےَ پڑژھان پانَس گُس
پانےَ بُستھےٕ چھےٚ دانہٕ دانےَ
نَنہٕ وانہٕ وَنان بَس بےٕ چھُس

(267)

سٕدر ہیُو وۄدُر چھےٚ سَنہٕ کھوتہٕ سۄنےُ
زانہہ نو پۄرتی تہٕ ترٛفتی یِوان
یُتھے سۄن وِشَین ہُند ساغر چھےٚ
یۄتاہ دِہَس تیۄت ترٛیشنا بڈان

(262)

دَم دِیُٔو پانو دَمَن ہالہِ
اَدٕ مالہِ نٔنی پَنٕنۍ ذاتھ
سوٗہَم کَنَو بوزکھ تالہِ
ژھالہِ لبہٕ ہَن ویتال ناتھ

(263)

أچھِٕوے أچھَو کتھا گٔرِتھ
مَن آتمَس ستۍ مِلہٕ وِتھ گوکھ
اِنٛدریۍ ژوٗرَن رُمہٕ گنٛڈ گٔرِتھ
گُپت پأٹھۍ گیانہٕ پِلہٕ وِتھ گوکھ

(264)

سَتہٕ سے وَتے زیوو پگھ ژٕے
گُنہِ وِزِ پانےَ لبہٕ ہَن یار
سار سَنٛسارُک یُس آسہٕ وُن چھُے
برٛہمہٕ سَرٕ مَنٛزٕ سُے دِیِیو تار

(271)

سَت گورِ ٹوٹھیوکھ چِنْدرَس ٹاٹھِ ناوِ
زَگہِ داوِ داوِ مَنْز چھُکھ بُستھے
مایہِ بیہنأوتھَس ژیےٚ پَنہٕ نَے ناوِ
ژیےٚ ژیےٚ کران مِچس ژیےٚ بےٚ

(272)

وَھنہٕ کھوتہٕ ٹوٹھے چھے زٔنی آسان
زَنہِ کھوتہٕ آسان پَنہٕ نُے پان
پانہٕ کھوتہٕ چھَے ٹاچھِ یٔندریےٚ آسان
اِنْدرِیوَ کھوتہٕ چھےِ آسان پژان
پژانو کھوتہٕ ٹوٹھ آتما چھُ آسان
آتما پَتہٕ وَتھ چھُے روزان
ہا زیوِ حبس کرَ چھُکھ آتما ژے
آتمَس سِتیٚ تھَو ژے پوٚرِ زان

(268)

سوٗمُے ہُمان گرژھِ زَھٹر أ گنس
ترٗفتی بیبہِ یوٗ اَدِ پانےَ
بوٗد ژٕ ے ارپَن کر تو سَگوٗنس
مَن موکلِتھ گرژھِ قاٗد خانے

(269)

شاہانہٕ پانو روز آزاد ژٕے
داد ہےٚ تُمٕ سٕنٛز مایایے
تھرٕ سے مَنٛز باگ نٕرلیفٕے چھُے
میٚژِ میلان چھِ یمہٕ کایایے

(270)

پانَس مَنٛزٕ ے ژیٚے پَرناٗوتھَس
ہووتھَم سوٗرٕ ے مَنٛز پانَس
سوٗہَم شَبدٕ ے سَرٕ کرناٗوتھَس
پڑزلٹیوکھ پانہٕ مَنہٕ زاٗنٹپانَس

(276)

کھوءِری ڎُچھِنَر پَتۂِ برُؤنہہ سُے چھُے
أنڈرِ نیٚبرِ ہیٚرِ بونۂِ چھُے پانئَ
وُچھ وُن بوزوُن بولۂِ وُن سُے چھُے
تَس ورآے کُنہِ نو ملینہہ دانئَ

(277)

رَژِ رَژِ جماہ کُرِتھ ژِۂے تھاوَکھ
اٰخرس کیٚنہہ نو نُٹین چھُے ءستی
باٰگرِۂِ ءستی دَھنۂِ مَنۂِ پرٗزِناوَکھ
یی کُرِتھۂِ ییٚتۂِ ترٗتھ گیہِ ءکتی

(278)

دان دِنۂِ ءستی شان چھَے بڈان
پَزِ اَپزٗیک چھُے بَڈان گٗیان
پاپَو مَنٗزِ مَنُشس چھُے کڈان
پانئَ شاٗنتی بَڈان زَیہِ سان

(273)

یۆد ژٕے رازٕ بنَکھ توتہِ کیٛاہ گو
فقیٖر یۆد چھُکھ تہٕ گو توتہِ کیٛاہ
مۆر بَدلأوِتھ پھیٖرِتھ نہٕ وُچھکھ
اوُسس بہٕ کیٛاہ تےَ ووٚنۍ چھُس کیٛاہ

(274)

نَرمَس منٛز بَل آسہٕ وُن سوُرے
ترٛکہٕ جار کتھ چھےٚ بکار یِوان
زیٚو چھےٚ نرم تےَ شکتی سأرٕے
أڈۍ جو روٚس أڈۍ جہِ ٹاپہٕ ناوان

(275)

پأنَس منٛز چھےٚ اِندریٚہٕ ترٛتھٕ پأٹھی
رَژِ رَژِ کھٕژِتھ زِنَس منٛز نار
مأنٛزے منٛز ووٚزٕجار چھےٚ ترٛتھٕ پأٹھی
تَتھے دَے بُستھٕے منٛز سَنسار

(282)

کل گنہٕ نی گئے پوشُر بُنن
پَنہٕ نِس اَنتر آتماسےٕ
مَل کٔڈِتھ اَنتھہ چھلن
وَلہٕ نُے گیٛانُک أطلاسےٕ

(283)

یوٚد مأ چھس بوٚڈ راوَکھ مُچھ ژےٕ
کھَسہِ ہیوٚر بیٚیہٕ ما چھِی روزِ صاف
آتَم گیٛأنی سُنٛد آتما چھےٕ
مَل پھیٚتھ تہِ صاف آسان نِشپاپ

(284)

یِتھ پارُد چھُے نہٕ ٹھیکِتھ روزان
پگہٕ وُن زَل یُتھ نہٕ چھُے ٹھُہران
ژلہٕ وُن واو یُتھ نہٕ موچھِ مَنٛز روزان
تِتھے ژیٛشُل مَن چھُے نہٕ ٹھُہران

(279)

زَنمَس یِتھ کٕیاہ پانو پژٕ ووُتھ
راوِٕ روُوتھ اَپزِس مَنٛز پان
لۆکہٕ نیٚنٛدٕیایے کن ژٕیےٚ دوُرتھ
وۆنُتھ سارِنٕے نِش بےٚ چھُس جان

(280)

ہا گوٕر رُمہٕ رُمہٕ اۆم پَرٕ ناوُم
وارِٕ وارِٕ ہاوُم پان چمٕکان
سَتھ وہٕژار پژتھ وِزِ کرناوُم
وُزٕناوُم پژون آتم گیٛان

(281)

تتھ وہٕژارَس ییٚلہِ ژٕ سَنکھ
وُچھکھ یہِ سورُے اَستھ پۆر
اَنٛدرییٚ وِشے دانہِ زَن مُچھکھ
بَنکھ پۆر تہٕ وُچھکھ نۆر

(288)

لالا لَگیو رٔ پَچِھتھس بالا
تھالا سَتہِ سِنہِ بۆرتھَم ژیۓ
دھیٔانَس دِیُت تھَم توُرک خیالا
پیٔالا بۆرمُت چوُوتھ میۓ

(289)

دَے چھُے نہٕ کُنہٕ تےَ تھپہِ ستیٕ ژینکھ
مینکھ تہِ وَنکھ ژٕ یُتھ چھُے دَے
دَے چھُے آبھاس سادھنایہِ زینکھ
پھیٖنکھ زاٰولِہٕ پَرِنے ژٕ ے

(290)

لگیو پادَن تھاوٕتھَم لادَن
نادَن پانےَ کن دورتھَم
گیٔانِے بوُوتھ مَنہٕ سَموادَن
نَمہٕ پادَن یِی آدَن چھُم

(285)

سُمرن کرنہٕ ژٕلہِ مَنٛز ووداٗ سی
وۄپاٮ۪ہ سَنٛکلپن کرُن جان
پرٛتھ کرٕے گرٛژھِ کرُن ووداٗ سی
پانےٚ کھٮ۪نہٕ کھٮ۪نہٕ بَڈِ یو مان

(286)

کنہٕ وِ ے بۆزِتھ مَنہٕ سٕے سورِ ناو
ہٕنہٕ سٕے بۆمبُر یٮ۪نٛبرزَلہِ ژٕ ے
تتھی گامس مَنٛز پانٕے ڈُلہِ ناو
تَتھ لوٗکَس چھُ جَے کار میوٗنےٚ

(287)

مَو دور پانو سورنو سَنٛسار
تیٚمہِ سنٛسارِ ہاٗرِتھ ساٗری گےٚ
مایایہِ پَردٕے ژھِٹُن چھُ دُشوار
ترٛاو وَسواس سایَس سُے چھےٚ

# لیلا

کن دور تھَم لولہٕ بٲتھن نادَن
سَت گورو چھَم کرٕ پاچاۓنِے
لولہٕ پوٗنی وُزِ پانےَ ناگرادَن
سَت گورو چھَم کرٕ پاچاۓنِے

سُمرَن پٲنی کرٕناوِ گرِ گرِ
وِشیَن مَنٛز مہٕ راوِ راومیٚون پان
شَرٕنے گُرشٕ ھتھے ژٕ ےٚ پہمہٕ یو پادَن
سَت گورو چھَم کرٕ پاچاۓنِے

مہُہٕ نیٚنٛدرے چھِے اٲسۍ وارٕ وٕلمتۍ
دٕلمتۍ چھے اٲسۍ سَنٛسارن
پھوٚلراو گولاب زَن چھُکھ سون آدَن
سَت گورو چھَم کرٕ پاچاۓنِے

(291)

وٕنۍ میٛے دِتۍ مَے سأرٕے وَتہِ وَتہِ
کتہِ رۄزِتھ ژٕے مےٚ تہِ ہاو پان
سوتہِ سوتہِ نَنٛیوکھ مَنہٕ سٕے ہا مَتہِ
گَتہِ ژٕے گۄژھ ہَم ژھٕتہٕ پرٛزلان

(292)

سۄپنَس منٛز سوکھ دوکھ چھُے باسان
زاگرٛتَس سأری چھِ موکلان
آتم گیٲنیس گیان ییٚلہ، ووپدان
سَنٛسأری سوکھ دوکھ بھرٛم باسان

(293)

سَتھ نو سَنٛسار بھرٛم تےٚ بأزیگار
باسان پۄز، سورُے اَپزُے
ژَھٹھ زأوِیُل زال یۄد چھُے دُشوار
دَیہِ ناو تاران چھُ پھٕٹٕ متٕسے

سیزٗ نظرے چانہِ نرلیف کرئنَس
سایہِ تھوٗ وتھَم پکہٕ ناٗوتھَس بےٕ
وایہِ تزٗ اُتِھ پچسوٕستی سادَن
سَت گوروچھَم کرٗ پاچاۓنِیے

وٗیدٗیایہِ ہنزٗ شکتی پچھُکھ پانےَ
سٲری جَنٛجال ژٹہٕ وُن ژٕ پانےَ
باوٕ سان پسِمہٕ یوٕ پرَنےٕ پادَن
سَت گوروچھَم کرٗ پاچاۓنِیے

کھبنہٕ کھبنہٕ شَرنےٕ گرٗ ھِ ہرے کرٕشنَس
کرتی یہٕ پزٕ چنٛدرے کرٕنُے
کرژٕ بکھتی یِژھ کُر پزٕ ہلادَن
سَت گوروچھَم کرٗ پاچاۓنِیے

کن دورچھَم لولہٕ برِتہِن نادَن
سَت گوروچھَم کرٗ پاچاۓنِیے

☆☆☆

اوم ہرے کرٕشناے نمہ

چھس نو ہبکان ووٚنی کھرٕ اَنتھہ گئے
آبھاسہٕ چانہٕ ستیٚ صاحبو میٚے
داد ژیٚیے دِیُت تھَم لولہٕ سَمو ادن
سَت گوروچھَم کژ پا چاٚنِیے

شَم دَم دِم بیٚیہٕ سُمرَن پٕنٕنی
لولہٕ اَشہٕ چھلہٕ ہاٚے پاد چاٚنی
پیتہٕ بژونٕہہ کُن کرٕ یو آرادھَن
سَت گوروچھَم کژ پا چاٚنِیے

کیٚنٕہہ تہٕ نو پوٚز زچھے ییٚمہٕ سَنسأری
بَب ماٚج بیٚنہٕ باٚے باندھو تہٕ یار
تارَن والیو چھَم چاٚنی لادَن
سَت گوروچھَم کژ پا چاٚنِیے

گِنیکا ترِتھ گیہٕ اکہٕ رامہٕ ناوَے
شِبری ترِتھ گیہٕ پژیمہٕ باوَے
پُشہٕ تژ او پانے ہوٚنزَن تہٕ رادَن
سَت گوروچھَم کژ پا چاٚنِیے

